# مےٚ پھوٚر پُنٕن آسُن

(جدید نظمن ہُنٛد ترجمہٕ)

ترجمہٕ کار

قاضی ہلال دلنوی

قاضی منظور پبلی کیشنز دلنہ بارہمولہ

# مےٚ پھۆرپٕنٛ آسٕن

## (جدید نظمن ہُنٛد ترجمہٕ)

ترجمہٕ کار

قاضی ہلالؔ دلنوی

قاضی منظور پبلی کیشنز دلنہ بارہ مولہ کشمیر۔ 193101

کتاب ۔ مۓ پھوٚر پٔنن اَسُن

ترجمہ ۔ قاضی ہلاؔل دلنوی ۔ M.NO.9906480442

سال اشاعت ۔ ۲۰۱۷ء

مول ۔ زٕ ہتھ روپیہ (200)

تعداد ۔ 500

کمپوزنگ ۔ فیضان کمپوٹرس۔مومن آباد۔سوپور (9596125720)

کتاب میلنُک پتہٕ

۱ ۔ رشید کانسپوری۔کانسپورہ بارہ مولہ کشمیر

۲ ۔ کتاب گھر۔لال چوک۔سری نگر کشمیر

ناشر

قاضی منظور پبلی کیشنز دلنہ بارہ مولہ کشمیر۔193103

" میانٛین ناٗرن منٛز چُھ ناروٗہان
اما لفظن منٛز چُھمنہٕ وہپان
دِیوناے شرٛ اکھ
بہِ ہیکو پننہِ رَگہٕ ژٹتھ یہ ہاٗوِتھ
ز
نظم کتہِ چھَ............."



# دُعا، خلا تۂ بۂ

داٗے خاٗرس اندر چھُ خلا
خلاہس اندر داٗے خاٗر
تۂ بۂ؟

(شین۔کاف۔نظام)



مےٚ پھوٚرپئن آسُن

قاضی ہلال دلنوی

# شین والہِ

سوٗنٛبر اوان چھُ
ہوٗکھی متۍ پنہٕ وتھر
موسم
ژھلیہ چھُ تھاوان
تیٖنٛبرِ بوٗنین ہنٛز
بالَن پیٹھ
وُنۍ والیٖس شیٖن

(شین۔کاف۔نظام)

# مجبوری

ہو کھیو پنہٕ وٕتھرو چھٹھو

رسہٕ رسہٕ نیران

سوٗر پھاہ

گمہٕ سرٕ گلو

دم پھٹی کنہٕ

باسان چھُ

ازتہٕ ٹھکٕ لوٗ گئت

آئت پیارٕ

ژھلتہٕ ان چھُ

چھپن جاے

کیاہ کرٕ

پٕتن ژونگ ژھیوٕزم

شامہٕ رکس

پوٗت پہرس منز

AAAAAAAAAAAAAA

( شمین کاف نظام )

مے پھوٗر پٕتن آتشن

قاضی ہلال آل ولنوی

## یِکہ چون رُوسے ژُھ

بٕرتھ چھُ

تاپھے تاپھ

چشمن منز

باسان چھُ

سوٗرے اوٚشدیوٚک

نیپہٕ نیپہٕ کرٕوُن

تمس وُچھنس

گواز یژ کال

(شین کاف نظام)

مے پھوٚر رپٚژن آمُتس — قاضی ہلاؔل دلنوی

# مے پھوٗر پٔتِن آسُن

مے چھُ بوزمُت

پتھ کالہِ اوس رِواجاہ

کور پیٔے یہِ تھنہِ

زِندٕ ے وُڈراوِکھ

سونچان چھُس

یتھ زمانس منٛز

میون آسُن تہِ

چھُنہِ تمس کورِ ہندِ کھوتہٕ بون کینٛہہ

فرق چھِ پتہٕ ے

تس اُسی وُڈراوان تھنہِ پیٚوٚنۍ

تہٕ بہٕ پَتہٕ ژھوٚپہٕ تہٕ

دم پھُٹی ہاوٕن ہندی دَسہٕ

کاتیاہ موت سران چھُس دوہہ دِشہٕ

(افتخار نسیم)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

مے پھوٗر پٔتِن آسُن — قاضی ہلال دلنوی

# سہ کلہٕ ژٕٹو



سہ گُل ژٕٹوِ
یمہٕ ِکس شیٚجارس کاثہہ رأہ مسأفیرأہ
اکسِ ژِہس تہِ شیہلس بیوٹھنہٕ
ژٕٹوِ سہ کلہٕ
یتھ تل کائنسہِ عاشقن کُنہِ دوہہٕ
یڈٕ برِتھ دۄنأہ کوٚرنہٕ

(ثروت حسین)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

# فَمواُرُک موت



گیُون گوآ یک دم پھُٹِ
سیکہِ ستیِ تھوٚپ لوٚگ پھَنوارس
ہو کھان ہو کھان آے پوشہِ گُلی
جاناوار گےغأ بِ
کأنسہِ کوٚ رنہِ ماتم
شأعرس ورأ ے

(ثروت حسین)



# پوشہِ پھُلَے

پھُلَےٲنۍ پوشن، ژٕ
روومُت پننہِ خوشبوٕیہ منٛز
پرٛتھ دارِ گٔنز دوہ وُڈھ گمہٕ ناوان
جاناوار واریاہ کالہٕ پیٛٹھٕ ژھوپہٕ دم کرِتھ
سُہ لوٚگ تُلنہِ چیرِ گُبش

(ثروت حسین)

# صُبح وۄتھ شہرس منز

سونہٕ سنز رونہٕ وایان صُبحا

وسان شہرس منز

پھشوارس پتہٕ کنہٕ

اُدریامُت شہسوار اَہ

وُچھان چھُ

پھری پھری

زٕرد زٕرد سونہاُری نبہٕ دوشد

زنہٕ ملاٗ یکاہ

پتھرِس ورق چھکرا وان

(ثروت حسین)

# اصحابِ کہف

یہٕ چھہٕ سوے بستی

اماتمہٕ کوچہ گلی تہٕ وتہٕ

تمہٕ اساطیری عمارژ تہٕ مزار

تمہٕ عبادت خانہٕ

تھزٕ ووہ سوٗ تہٕ دیوار واپارِ

خام لریٚن ہشز تٚند لہٕ

یمن مشز نوکر چاکر تہٕ بسکین دٔر اَسی

تمن کیاہ سنا گو ؟

کانسہِ نہٕ پَے

یمہٕ ٹانکی یٚتھ گژھو کتھ گُن

یمن پٚرانین وِری ئین کتہِ بنہِ پھُٹہٕ ووٹ

ژوٹ کیٚتھٕ آنو موٗلی

تہٕ نفُسک نار ژھیوٚ راوٗ و

لوٗکھ چھو نان زِہتہٕ واد ؤری بٚروٗنہم بسکین ہباچھوِ

مےٚ پھوٚر پٕنُن آسُن

ترجمہٕ قاضی ہلال آلِ دلنوی

یمہٕ کھوٚرٕ ٹینڈین تام زِتھم زِتھی پھیرن

یمہٕ دستار پچہٕ، یمہٕ ساأری چھو تھپہٕ ہندی

کمہٕ تام عجاأیب گرٕ منز

کمہٕ تام تھہ خانہٕ منزٕ اأنی متی

..............................

موکھ چھِ موصوم درویشن ہندی

اُچھ چھو تپہٕ ریشن ہنز

سونچ چھو غاأباتی ونیہس سنہٕ وُن

واأنسن صٕدین

رودِ وُستام پۄرٕ پۄرٕ روان

اڈِ تاوَن زدَیو چھِ وُزناأوِتھ اأنو

یتھ بستی منز

یتھ واأران جہاأتس

تھی چھو ژکہٕ مژنڈرِ ہُندِ پۄرٕ

بس پۄرٕ ے چھِ

مے پھوٚر رپنٕ آسُن

ترجمہٕ قاضی ہلال دلنوی

ٹأنکی چھ توہہ نش

یمن ڈُدوَن شہرن ہندِ بازارِ

نہٕ چلہٕ وِنٔ

ہے گژھو پھیرِ تھ واپس

گژھوتَو شونگ بیٚیہ ترٛ اُوِو

یو چھہ پننہٕ ونو

ڈُنہٕ میوٚنیڈ ریٚپین

---

رٔ دتھ گوٚمُت ہوٗن

عجیبے ذاتھاہ

لٔٹ کِلہٕ ناوان

پوٚ زژھوپہ دم ییٚتھ

أسی تہٕ چھِ دم پھٹیٚ

بستی سأرے ختہٕ کری کری

اسہٕ باوِرِ زانان

---

مے پھوٚر ریٚپُن آمسن

قاضی ہلال دلنوی

دُورٕ رہنٲہ نبہٕ دَنٛدِ پیتھ گُن

یَلےَ چھُ جنّتِ فردوسُک  بَر

کمہِ سنہٕ باپتھ

روبہٕ ہشٕر خلقت وُنہِ تہِ چھ

ٕکنکہٕ ہیٚلِس تَل دۆبرِتھ

(ایٚم۔راہؔی)



# سورَنے

موجی، ہے رِژِۍ موجی
مائٹز اتھن کرلاءِ گنِٕ چھم

میأنٕین خابن ہنٛزِ یتھ وارِ اندر
کر خوشبویہِ ہنٛز ڈولۍ سجاوکھ
شہزادِ سٕہ کریِیہِ
یمٕ سُند کہیاوٕ ونٕھم تمن دلیلن منٛز

موجی
خاب وٕچھم از بدلےِ کیاہ تام
بہٕ تہٕ زنہٕ پننِس آنگنَس منٛز
سورنیہِ ہنٛز گنگرارے بوزان
رأژ ہندِ بن پوشن مدٕلوٚ گمت
وۄزُل سٕہ وردن شُوبان نالۍ
تہٕ ویکھتےٕ باسان پنٕن وجُود

اَتھن مۂ اَسِم

کوسَم پھولی متیو تتھ ہےَ مائنز
چشمن منز زنہٕ
زُون تہٕ تارکھ نپہٕ نپہٕ کرِ وِنۍ
موجی۔ ہے رژی موجی
ونہٕ ؤلی ؤلی تأ بیراتھ خابس
وُچھ موجی
اُچھن مۂ اوش دِدراے چھ لُجمٕہٕ
تیوٚ اٖہ خوش چھس
تنہٕ چُھم زنہٕ
گُستام اَن زلناہ پھشہٕ لاواں
یِہوے تہٕ کیتہٕ کیتہٕ ہُبو مۂ گوھاں چُھم
موجی دیان چھس
اسمانس تام وُڈوٚاہ کرِ ہا
تارکھ جرہابہٕ اُچھرَ والن

مۂ پھوٚرپِٹھن آسُن — قاضی ہلال دلنوی

موجی، یتھ تھز رَس پیٹھ از چھس

پنہٕ تتہٕ پٮ۪ٹھہٕ وونی واپس۔ پھِرٕ ہم

نتہٕ گرِ ھ چھلہِ چھلہِ

میون وجُود

پتہٕ نَے

پنہٕ نُے پان تگٕیم سونبراوُن

موجی

(جاوید اکرم)

# نوٗ کہوٗٹ



مےٚ وچھُ اکھ

گاشہِ اونٛاہ، چاکہِ پھوٚلاہ سفید کنہِ پیٹھ گہان

سُہ اوس بڑِ بڑِ کرٛ نیکہِ دِوان

تہٕ پھرِی پھرِی اکےٚ کتھاہ ونان

"لوکھ یتھ کنۍ چھِ ونان

سو چھُ ژکہِ اکھ سونہٕ سیر"

(راج نراین رازؔ)



# گُکلہِ پوٹ

تنہائی ہنٛد اکھ ژُہہ

سبب بنان

پرٛژھون آسہٕ نکُ

بے بسی چھ بس گُکلہِ پوٹ

نالہٕ متہِ رٹتھ

نیٚ شونکی پاٹھی

ژہان روزان ژُہہ ژُہہ

سونچہ کُلنٛک سریٚہہ

تہٕ موٚ ژٕراوان فقط اکھ کرٛ ژٕ

(راج نراین راز)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

# ژھوٚٹ برٛ ین

اکھ ووداٗسی گہٕل جنگل

افتاب وارٕ وارٕ لوسان

ہومہٕ نرٕم نرٕم زمینہٕ کہٕ شکمہٕ منٛز

تھَنہٕ پیٛمہٕ تسِ

لوکٹِس موکٹِس کُلس

اکھ نِوینہٕ پوشاہ پھوٚلُمت

یتھ جایہٕ شیسترٕ ہوِس زمینہٕ ژَکلس

برٛینہٕ کُلا ہ نم دِتھ

منٛزٕ چھان

تس چھ پننہٕ پان ژھوٹہٕ پینٛڈُل ہُوباسان

(راج نراین راز)

AAAAAAAAAAAAAAAAAA



مےٚ کھوٚر پنُن اٰشن

قاضی ہلال دلنوی

## نظم

کیاہ سُپد کیاہ کیاہ سپُد کیاہ تے سُپد

سینہٕ پرٚ اٲٹکھ ہاوسن

سنگرن یُپ کھوٚت تہٕ شُپی گے وٲری زن

چوٚرٕ اٲنس، اٲنہ گوٚرحاران ہو

اٲنہٕ گرِی گرِی اٲخرس رٕژھرُن

بس یہوے پٲراوکری کری ژھلیہِ ہوٚل تھووُن

تہٕ یوٚ رٔنس لول سکھ

شکل تھاون اتھ اندر رٕژھرِ تھپٕنٕ

اکھ شکلٕ اکھ مٲری موند آ کار بَس

(قاضی ہلاآل دلنوی)

# پڑ انہٕ وار

بڑ أری کأنی پیٹھ

کھیہِ لدٕ کلس الونٛد

گیٚنہِ بُتھ کھأیِتھ

میون پڑ ون اچکن

یَس وٕ ں تَس

عاڑ بُرژونظرَو

أچھ پھِری پھِری وُچھان

........................

بہٕ تہٕ چھُس

ووش ترٛ أوی ترٛ أوی

اوش ٹأرِی زورِ رٕٹتھ

أکرسے أکرسے



مٕے پھوٚر پٔنن آسُن

قاضی ہلال دلنوی

گرباُژس مُدَ ے گنِڈتھ

زِ

ہتایَتھ سرٚ یہہ لَد

گُٹھۍ ژونگرِس کتھ

تھومُت چھُوس بُرتھ

.....................

اچکن گرِژھ اَزنہٕ پگاہ

پوٚت آنگنہٕ چھ

لرِژھ بُزی

تۍ

بۍ ؟

(قاضی ہلال دلنوی)

# شیٖشہٕ تہٕ بہٕ

ٹھکھ ٹھکھ مشینن ہُنٛد تہٕ انجنن ہنز کھکھر ارے
ژہہِ پتہٕ ژہہِ گرٛ یکہٕ وٕنی تتہٕ پھُہہ کرٕونی شیٖشہٕ ذات
بدلان نٔوی نٔوی قالب سائز، آکارتہٕ رنگ
پرٛتھ اکھ دَب، پرٛتھ ٹاس تتِس شیٖشہٕ ٹکرَس
مرنچ شیٖچھ یا زٕونک آلو ہیٛتھ
ترٛٹہٕ بُرُن تہٕ شور مشینن ہُنٛد
زخم یمہٕ ووش واہ نتہٕ اَسن کھنگالہٕ تہٕ بس
سوٗرٕے راوان تھدِ تھدِ ودَن لُہرن منٛز
کریٖم ناکانٛہہ مُروَتھاہ کتھاہ کریٖم نا
تہٕ چھُسنہٕ شیٖشہٕ یا فولاد، سون یار وپھتہٕ ماچھُس
تمِے چھ گرِ گرِ مرِتھ پھِری پھِری ییٚہِ تہٕ زُوان

(بشر نواز) AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

مےٚ پھوٗرپنُن آسُن
قاضی ہلال دلنوی

# برٚینہٕ گُل

ہستی ہنز وتہٕ پیٚٹھ

زانہِ خدا کرِ پیٚٹھہٕ ووتھہٕ دِنی

اکھ دیوِ ابرَ ہہٕ ہٲو گُل

یتہِ پیٚٹھہٕ ہورتام کاڈ کڈِتھ

اَسمانس تھلہِ تھلہِ وُچھان

تہٕ زانہہ نہٕ تھکان

سٕنی سٕنی مُول چھِس تھپھ کٔرِتھ

نرم تہٕ أدرِ میٚژ منٛز

ژہان زندگیہِ ہُند رَس

دوُر ہُنہٕ گُلی گوڈ

تتھہٕ کٔنی وُٹھنہٕ چھ آمُت

زنہٕ کانٛہہ باوِر ہوٚستاہ

کاڈ کڈان

فضِہس منزٕ اکھ گُلی لنگ

مے پھوٚرِپٕنٕ آسُن قاضی ہلال دلنوی

## ہۆت ہۆت تامتھ ڈوژ یامُت

زنۂ کانہہ پٕتھوڑلاہ
جبرٕکی ظُلمکٕی اتھٕ وہرأوتھِ
اندی پکی لڑِ ھ گمتٕین ہمساین
پہرین زاگان
آنتھٕ رؤس سبزاسبزٕ ؤتھر
زندگی ہنٛز ارزتھ
اَسمانس متی متی گاٗمتی
زمینکٕی نبضن نبضن چھِکھ تسلاہ
گلی لنجن پیٹھ پرٕ وترٕ اوان
یٕمن وُچھتھ
پانہٕ ہرُد تام مند چھان ہیُو
برہنہٕ گُل
یمہِ رِکس شیہلِس شہجارس تل
لوکٹس موکٕلس گُنہِ گُلی پیٹھس

مے پھوٗر پٕچُھن آسُن — قاضی ہلال دلنوی

گومُت کریوٗٹھ چھُ

شاہ تامتھ ہوٗن

کلہٕ کڈنس چھُنہٕ بہران ہرگز

اندری سونچان اَخر کیاہ زِ

امہِ کِس اَتھ شیٚہجارس تل

تھکی متی ژھیٚنمتی

راہ مسافرٕ رے

کینژن ژٕہہِ نےٚ دم دِتھ نیران

سونتکُ واپھ یوان زنہٕ کرَ ہوٗ

ہُرد یِوان کر

پے چھُنہٕ تھاوان

(بشر نوازؔ)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

# یومِ جمہوریت ۔ اکھ یاد

اُکھ خوتون

مُلکہٕ کہِ وجودٕچ شناخ
مُلکہٕ کیٚن روزن والین بڑ وٕنہہ کنہِ اعلان کران
"یمہٕ چھَ این ۔ سی ۔ سی کورِ
مُلکہٕ چہٕ ترَقی منز چُھ اہنُد وارِیاہ دُبت
شرُی چھِ پُدس ستیٚ پوٚ درلاگ وِتھ
بڑ وٕنہہ کُن پکان........پرَیڈ کران
یہِ گیہِ نار ژھیٚوراوَن والیٚن ہنٛز چھو کھ "
بیاکھ چھَ
پنُن وجود ژھاران
شرُیٚن ہندی پکو چھلنٕ ہیٚوان
پتہٕ چھَ خانہٕ دارس کُبت ژوٹ کرِنی ہیٚوان

مےٚ پھوٚر پنُن آسُن
قاضی ہلال دلنوی

صُبحس ڈلی ڈلی دفترٕ گن دوران

نوکری کِنہٕ گرٕ؟

کتہٕ چھُ امِ سُند وٚجوُد

تَتہٕ پٔتۍرن چھ لجمو

تُلہٕ تأج چھَس

آیا کُنہٕ چھاتہٕ؟

پٔتۍن سوال تہٕ چھَنہٕ بوزتھ ہٚیکان

یوم جمہوریہ کیٚن بینڈ باجن ہنٛز آواز

ہنہٕ ہنہٕ ہُران

(سیٚنمیٔ چودھری)



# پھُٹہٕ رِکنہٕ جُروٕنہٕ آو

مےٚ کیاہ چھُ یہِ گوُمت

زِ

گرِ چھُ......... باسان چھُم گرِ چھُنہٕ

گُٹھ، تالو، پرٕد، قالین، کُرسیہٕ سورُے چھُ

تیلہِ کیاز مےٚ باسان، یتہِ چھُنہٕ کینْہہ

خبر مےٚ کیاہ چھُ گوُمت

اکھ نفر یمس ستۍ بہٕ دہ ہے دفتر چھُس گژھان

واپس ینہٕ وِزِ چھُس امس ستۍ یکہٕ وٹہٕ چاے چوان

امی سٕندیٚن دوستن ستۍ چھُس خوش گفاہ تہِ کران

اما باسان چھُم سُہ تہِ چھُنہٕ

کُنہ ساتہٕ چھُسن، چھُتس پیٹھ یا کوٗنس منٛز

پٔژن شُر پرٕان دُچھان

مےٚ مھوٗ ریٚٔن آسُن

قاضی ہلال دلنوی

پوٚ زباسان چھُم سہ تہِ چھُنہٕ

مےٚ کیٛاہ چھُہ گوُمت

اتھہِ شاۍری شاۍری چھُس وَچھُس ساران

سوٕرُ ے چھ اۍتی

توتہِ چھُم باساں ۔ یتہِ چھُنہٕ کینٛہہ

میٛانہِ پرکھاوٕنۍ توژھ چَھ راۍ ومٕژ

نتہٕ ماچھُ ۔ یتھ کینٛہہ زِ

میٛانہِ اچھ رِکس (لوٕکٹ اونٛگ) یوسہٕ پھُٹنہٕ پتہٕ ہٕۍ اۍس جُرونہٕ آمٕژ

سو ماچھہِ ساۍری وُچھان

یتہٕ کتہِ کیٛاہ پھُٹ یا جرونہٕ آو

تَتھ چھُنہٕ کنٛہہٕ سنان

(سینٛمۍ چودھری)

# زنانہٕ

سارٕوے زنانو چھِ پنہٕ نٔین پنہٕ نٔین مکانَن

ہندی درواز پھُٹرٕ اوی متی

فکری چھُنہٕ ترٲن

تمہٕ چھا سارنیے کوچہِ گلیٚو منٛز وتہٕ رٲوِتھ پھیران

کِنہٕ

پوٚژھتہٕ کھُلہٕ ڈُلہٕ سرٕکن پیٹھ دَوان؟

نتہٕ ماچھ ژُوَتیٚن پیٹھ اورٕ یور گتھہٕ دِوان

تہٕ

ییتہٕ پیٹھ دژامژٕ آسہٕ

تَتھی جلیہٕ واتان

(سیٚنمی چودھری)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

# آخری مجبوری

سائٕنی قلم
پِنٕنی دوٕدسہِ لدٕ زیونبر کٕڈِتھ
نبس تھلہِ تھلہِ وُچھان
زِبنان چھُ
کُنہِ ماپیٖنہِ رتہٕ پھبور آہ
تہٕ اسی لیٚکھو پنہٕ نبن مقتول اوٕری زویٚن
ہنٛز تأریخ

(نثار ناسِک)

# لأنٛ لیکھہٕ

(۱)

یہ چھُ گُلِس پیٚٹھ ژُونٹھ تہٕ وُنؠ چھُس پھوٚلنؠ

تمہٕ پرٕ سکی موٚاسی تہٕ ہٲری ہٲری پھیٚہ

یمہٕ برٛ وٗٹھس نیٖرن تمہٕ تہٕ ہَرن

گٲری تن کینٛہہ کالہ گوٗرٕ گوٗر

واو چھُکھ للہٕ وان

یُس اکھ ژُونٹھ گُلِس الوند چھ کٔڈی تن کاڈ

ہُتہِ ییٚنہٕ وول ہرُد چھُس لانہٕ لیکھِتھ

ییٚتہِ اتھ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ چھُس پرٛاران

تقدیرٕ بنتھ

(بمل کرشن اشک)

# دود تہٕ جنگل

أکی پرٛ ژھنم

"جنگل کیاہ چھُ"؟

دوٚیم ووٚنم

"تہٕ دود کیاہ چھُ؟"

مےٚ کرٕ ژھوپہٕ

مےٚ کٔری دوٚشوے

أکِس برٕس پنجرس منٛز بنٛد

تہٕ پیٚٹھ ترٛأوکھ

اکھ تِنٛژ سیاہ ژادر

کینژِ دوٚہی پتہٕ

باسیہٕ مےٚ رتمہٕ وَنہٕ وأسی حیوان ہوِی

گوڈ گیہٕ تہنٛزٕ أچھ سبز

بےٚ ضریٛر جاناوارن ہندِ پأٹھی

مےٚ پھوٚر ریٛپُن آسُن قاضی ہلال دلنوی

پتہٕ ووزجہٕ

وٲنا کھ جانورن ہندِ آیہٕ

رتھ ژٕہن واجنہٕ

تمہٕ اٲسی بوچھ ہتی

مےٚ دژِ مکھ ژوچہٕ کھنڈ ٲہ دٲ رِتھ

تِموترٚ اٲوژوچہٕ ہَن اٲتی

تہٕ ترٲوِ کھاکھاٲ بکس چھٕی

رتہٕ سری گئے

زورٕ ورن کھیٚو سورٕ ے

کمزورن گرمجبور گژِھتھ ژیڈٕ ے

تہٕ دَ گہِ ستی تھوڈن بُتھ کھٹتھ

بہٕ رودُس کیثُون دوہن

تِتھے گنٕ کران

بوچھہٕ ہتی تھاوِنی ،ژوچہٕ کھنڈ دٲ رِتھ دِنی

زورٕ ورَس منٛز من ہَستم دو تلاوُن

مےٚ پھوٚ رِپنٕن آسُن

قاضی ہلال دلنوی

تہٕ کمزورس منز ہٕژ رتہٕ ژیٹھ

پتہٕ یٖیلہِ تمن امُبک عاذت گو

تہٕ ییٖہِ کینٛہہ سونٛچتھے

ہیکہٕ نہٕ

مے کڈی تمہٕ پنٛجرٕ منٛزٕ

ووں آسی تمہٕ کھلہٕ فضہس منٛز

تمہٕ آسی وودنی

ژوچہِ کھنٛجہِ پیاران

لڑایہِ باپتھ تیار بہٕ تیار

من ہسُمکہٕ تہٕ ہٕژرٕ کی شکار

( سرویشوٗ ریال سکسینہ )

ΛΛΛΛΛΛΛΛΛΛΛΛΛΛΛΛΛΛΛΛΛΛΛ

# بوٗچھہٕ

یٚیلہ تہٕ

بوٗچھہ ستیٚ مُدیانس لگنہٕ باپتھ
کاںٛہہ استادٕ گرٕ ھان چھُ
مأری موٗنٛد چھُ باسان
ژٚھیٚ ترٛاوٕن وول پأز
زیٚوٗ گلہٕ وُن سرٕ پھ
دوہن پنٛجن پیٚٹھ ووٕنی
کنڑیوٗ منزٕ نکیٖ نکیٖ پنہٕ وٕتھرٕ ٹلہٕ وُن ژھاوُل
زرٕ نٛڈو منزٕ لوٗت لوٗت پکہٕ وُن سہہ
گُلی لنجہٕ پان الونٛد ترٛأوِتھ
منٛوٗ کھیٚنہٕ وول شوگہہ
یا یمن سارِنے ہنزٕ جایہٕ
انسان تہٕ ہے آسہٕ

مے پھوٚر پیٚٹھن آمُن
قاضی ہلال دلنوی

یٚیلہِ تہِ یوٚ چھِ خلاف لڑنہٕ باپتھ
اِستادٕ گرِژھ
کوتاہ خوش یوٗن چھُ باسان

(سرویشوٚر دیال سکسینہ)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

قاضی ہلال دلنوی

مےٚ پھوٚر پٔنُن آمُن

# انتظار

انتظار چھُ دشمن

اتھ پیٹھ نہٕ بروسہٕ کرُن

خبر چھا کمن زنڈن منز

تہٕ بالہٕ کھوٚژین منز

چھُ زاگہٕ آسان

تہٕ اسی چھ ہو کھنیٚن پنہٕ ڈ ُقرن منزٕ گھکھرایہٕ

گن دِتھ روزان

انتظار چھُ دشمن

اتھ نہٕ پڑھ کرِنی

یہٕ چھُ چھاپہٕ مار فوجکو پاٹھی

پانہٕ لنہٕ گٹہٕ ژھلیہ ہوٚل روزان

مے پھوٚرپٹھن آنُن قاضی ہلال آل دلنوی

اسہِ چھُ گاشس منز آسنہٕ ژٕیتران

تہٕ اسی چھِ نیہہ گٹس منز ٹارچہ ہنٛد گاہ ترٛاوان

انتظار چھُ دشمن

اتھ مۂ کر پژھ

یہ چھُ اسہِ دریاو ناوِتھ اسی منز

گاڈِ ہنٛدی پاٹھی اوٚ چھ آیہ وساں روزان

تہٕ اسی چھن لٕہرن ہنٛدیو آنتھہٕ روس

اتھو سنز

ژھاراں روزان

انتظار چھُ دشمن

اتھ نہٕ پژھ کرِ زِ

قاضی ہلال دلنوی

مے پھوٚ ریٚتن آسُنا

امہِ نشہِ اند روزُن
یہ لبُن آسہِ ڈلی ڈلی لبُن
یہِ کرُن آسہِ اَتھو پیٹھی کرُن

( سرویشور دیال سکینہ )

AAAAAAAAAAAAAAAAAAA

# غأیلہٕ

اکھا اَ بأس عمارت (نہٕ پاسہٕ وٕتی)

چھہٕ مے پیٹھ لائنہٕ آمژ
یہٕ "نہٕ چھٕی "تمہِ کُس بارس تل چھس

دوٕبرِنہٕ آمت
اَوٕ چھہٕ کول

چھُم پیٹھہٕ سأری سے وہراونہٕ آمژ
یہٕ "نہٕ سپدِ تھہیکہِ "تمہِ چُھن لہرن منز چھس

پیٚٹھ گوٚمُت
اکھا اَ بأس سڑک چھم

دلنہٕ آمژ
تہٕ "یہٕ نہٕ اوٚسُے "تھی تل چھس

لتہٕ موٚنجہِ گوٚمُت (سروٚیشورد یال سکینہ)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

# دوکھہِ لٔد

سارنے بُتھین چھ ماتم پٔژیڈان

کیلشم چھِ کمی سٔتۍ

خوشکھہِ گامتۍ

لیڈری ڈٔدأسۍ بُتھی

دفتری فایلن منٛز رأدۍ متۍ

أچھ ژھینہِ گامتۍ

کمأیِ پھٔچہِ مۅٛعأنکہِ ڈٔررأ وِتھ

یمہِ کینٛہہ کلرک

زنہ تہٕ لاوأرِث لاشہٕ ہندی چھپھر پھٔلۍ

ہُپأری میزن سٔتۍ ہٕنتھ

کاملی بیمارِ کھیٚنۍ

أچھ ژأرِن وٕستھ گامتۍ

آفس گرلز

مے مھۅز رپٹن آسن قاضی ہلال دلنوی

زنتہ کوٹھن پیٹھ راتھ گذارنہٕ پتہٕ گاش پھولہٕ ونہٕ شونگتھ

ژھینتھ پیمٕ گتہٕ رینہٕ

تہٕ

تہندین افسرن ہندین اسہٕ وٕنین موکھن پیٹھ

پنہٕ نین خاندارٕنین ہنز بیٛو آری تاکارٕ تٕ

یمہٕ سأری بُتھی رَل گڈ گٔمتۍ

سأری بُتھی ہیٕوی

فرق ہے چھکھ تہٕ

فقط پیٹھہٕ سجأوِتھ بوٗن بوٗن لیبَل

أسی چھ سأری اکی سےٚ مقدّرس منز زُوان

تہٕ مران

نارس منز دأرِتھ دِنہٕ آمتۍ سوٗرپھہٕ بچہٕ

أسی چھ سأری نامرد

ؤہمہٕ صدی ہندی أژھی نامرد اولاد

مےٚ پھوٗرپُن اسمٕن قاضی ہلال دلنوی

یمن بُتھی چھ، امازیۆنہٕ
زیٚو زبأنی روٗس

( جگدیش چُترویدی



مےٚ مکھو رپُن آسُن

قاضی ہلاآل دلنوی

# بےٛ پٔڑھی ہنز گوپھ

تنہائی ہنزِ زندگی ہندیٚ دو کھۄ جملو

چھ میانہِ وُڈو کرنچہِ پکھہٕ کرٕتھ ترٲوِتھ

پکھہٕ ژٔٹس جاناوارٕ سندی پٲٹھی چھس

ژھرٕ تہٕ ژھرٕ ٹھتہٕ چھورٕ چھورٕ کران

زندگی منز چھنہٕ کُنہٕ کینہہ

پزٕ تھرٕ کھ چھ بیٚ۔ جامیٹری ہنزن شکلن ہندی پٲٹھی

یمن منز کتہِ لبہٕ متوآزی خط اسیٚز رکھہٕ

مقصدٕ رٚوستےٚ چھس زُوان

کٔتھی شہِ منز شٔٹھے متہٕ گُلکی پٲٹھی

خبر کر پھیرِ شینہٕ ژھٹھ، تہٕ

رٕیہ اتھ مُولہٕ پزٕ اٗتھ ..... گس چھُ پےٚ

زندگی منز چھُ سورٕے بےٚ پزٕھ

تہٕ

یہٕ چھس بےٚ پزھی ہنزِ اتھی گوپھ منز زُوان (جگدیش چتر ویدی)



مےٚ پھۄر پٔٹن آسُن قاضی ہلال دلنوی

# جمہوریت

شہر چھ شونگان ژھوپہ دم گرِتھ
کینٛہہ چھنہٕ سپدان
صُبحس چھُ اخبارن ہنز سُرخی پرٛتھ نَنان
یؤرا تھ اُس اکھ میٹنگ سپزٕمژ
تہٕ سرکار چھ بدلیمژ

(جگدیش چندر ویدی)

# ژھێن

مےٚ چھ ژھُنمُت پوٚت کال بےرحم پاٚٹھی گتر تھ
نظرِ نہٕ کینٛہہ گژھان
فقط اکس خوٗنخار بیارِ ہندی کینٛہہ پنٛجہٕ
تہٕ بدنس پیٚٹھ نمن ہندی کینٛہہ زل
موجود روٗدی متی
فقط ماژُک اوبُر منزی کھوٗرگُن یتھ
شاہ نالہِ کھس وس کرنس تھوٚپ دوان
مےٚ چھا اکس خالی جایہِ کینٛہہ کاغذ ورق تھوٚپ دِتی متی
یمہٕ مےٚ اکہِ وقتہٕ سکھ پسند آسی تہٕ یمہٕ بہٕ
رٔ چھرٔ چھ تھاوان اوٗسس
مےٚ چھُ اکہِ واٚنا کھ مکانہٕ کنٛز نیرن ترٛ وومُت
دوٗرِ ا کھ لار کرن واجنی آواز چھم منزی منزی وتہٕ کون کران
تہٕ کینٛہہ پھرٛ ٹہٕ ہتی خرگوش چھ میانہِ چنٛدٕ منزٕ ووٚتھ ٹلتھ

وتہٕ گاشس منز نٔوِن ہیٚوان

مے چھُ گاش، ہواہ تہٕ انتظار ہوٚین سارنے چیزن

ہنٛدِ بے معنہِ آسنک پےلوٗ بُمت

بہٕ چھُس اکہِ زیٚٹھہِ سفرٕ پیٚٹھہٕ واپس آمُت تہٕ چھُم

پنہٕ نٔین لولریٚن ہنزِ لاشہِ ریلہِ ڈبَن منزٕ ڈرِتھ تھاوِمٕژ

تہٕ پانہٕ چھُس ژٕلِتھ آمُت

(جگدیش چترویدی)

# اعلیٰ حضرت

اعلیٰ حضرت

پۆت برٕ نیرٕو

نٟبرٕ

چھ مارٕواتل

تُہند ے حُکمہٕ أسی

مے یلہٕ ترٛ أوی متۍ

جیلکۍ درواز

پھُٹرأمژ أسم

کرور وادٕ ؤرین ہنٛز ژھوپہٕ

اَعلاحَضرت

حیٚسہٕ روزِو، نیرِو نیرِو

کأنسہٕ ہنٛزن چشمن منٛز

چھُنہٕ حَیاہ

خدا خوف چھنہٕ

کانٛہہ ونہٕ نہٕ

""شکریہ""

سارِنے ہندِ ین اتھن منٛز چھ

قونُونچ کتاب

اتھہٕ ڳلوٕ ڳلوٕ چھِہ ژھان

کمہٕ اُس لیچھمُت

"یہ قونُونچ کتاب"؟

(شری کانت ورما)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

مے پھٕوُرِپُٹھ آسن ناو

قاضی ہلال دلنوی

# نظام

راتھ گو بیاکھ قتل

کو وایہِ تہٕ عجیب حالاتن منٛز

بہٕ گوس ہسپتال

اماسو جاے اُس نہٕ ہسپتال

تتہِ سمکھیوس بہٕ ڈاکٹرس

امائہ شخص اوسنہٕ ڈاکٹر

تمی وٚون نرٕسہِ کیاٛ ہتام

اماسو زنانہٕ اُسنہٕ نرٕس

پتہٕ گے تمہٕ آپریشن روٗمس منٛز

اماسو جاے اُسنہٕ آپریشن روٗم

تتہٕ اوس اکھ مُشکہٕ ڈاکٹر

بہٕ وٚنہے موجود..... امائہ تہِ

اوس ژٕ کہِ بدل کُتام

توٗت آوا اکھ نیم مورِ ژُر آنہٕ نہٕ

سُہ اوسنہٕ بیمار بلٕکہِ اوس بوچھِ ہوٚت

ڈاکٹرن تُجِ میزِ پیٹھہٕ

ژرٕ اکھ

اماسوٕ اسنہٕ ژرٕ اکھ

یہِ اُس اکھ کھیہِ لد چھُری

یہِ چھُری ژُری سندِس شِکمس والان والان وٚون تمی

ووں بلہِ یہِ جان پاٚٹھی

(ژُری کانت ورما)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

مے پھوٚر پٔن آسُن

قاضی ہلال دلنوی

# طریق عمل

بہ کیا اوسس کران

ییلہِ

لُوکھ زِندابادنعرٕ آسی دِوان

بہ تہٕ اوسس زِندٕ اباد کی نعرٕ دِوان

خوفہٕ ہوٚت اوسس

یتھٕ کنی

سأری خوفہٕ ہتی آسی

بہ کیاہ اوسس کران

ییلہِ

سأری ونان آسی

" عزیز چھُ میون دشمن "

بہ تہٕ اوسس ونان

" عزیز چھُ میون دشمن "

بہ کیا اوسس کران

ییلہِ

سأری أسی ونان

"ینہٕ زیوٗ مژٕرکھ"

بتہِ اوٗسس ونان

"أس تھَوبنٛد"

وَن

یہ سأری ونان چھِ

زنٛد باد کی نعرٕ موکلیٖ

عزیز چھُ مارنہٕ آمٕت

أس چھ بندگأمتی

سأری چھ ہےٚ وُلاگرِ ھتھ پرٛ ژھان

"یہ کیٚتھٕ سپُد؟"

ہِتھ کنی سأری پرٛ ژھان چھ

تِتھے کنی چھُس بتہِ پرٛ ژھان

"یہ کتھ پأٹھی سپُد؟"

(شری کانت ورما) .

# کالنگا

فقط چھُ اشوک واپس یِوان

تہٕ سأری چھ

کالنگایہِ ہنٛدُ ے پرُ ژھان

فقط چھُ اشوک کلہٕ نوٚمرِتھ

تہٕ سأری

زیٖنَن، والین ہندِ آیہِ پکان تہٕ ژینٛگان

فقط چھُ اشوک سندِ یٚن کنن منز ودَن باکہٕ

ووتلان

تہٕ باقے سأری

أسی أسی دہٕ گٕژ گژھان

فقط چھ اشوکنَ ہتھیار ترأوی متہٕ

صرف اوس اشوک جنگ کران

(بشیر ی کانت ورما) AAAAAAAAAAAAAAAAA

# دشمن

سُہ چھُ میون دشمن.... سُہ نہٕ
یُسنہٕ مے ہُبوہ باسان چھُ ...سُہ یُس
مےٚ ہُبوہ بوزنہٕ چھُ یوان
سُہ یُس دُنیہَس منز تتھ کنی چھُ یوان
زنتہٕ یہٕ اکھ مجلساہ چھَ
سُہ چھُ میون دشمن......سُہ نہٕ
یُسنہٕ مے زانہٕ......سُہ یُس
زانان چھُم
سُہ یُس گرشھان چھُ تتھٕ پاٹھی دنیاہ منزٕ
زنہٕ تتہٕ یہٕ اکھ سمن بل اوس

(شری کانت ورما)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

مےٚ پھوٚر پٔنُن آسُن قاضی ہلال دلنوی

# ژوٚٹ تہٕ پارلیمٚنٹ

اَکھ نفر

چھُ ژوٚٹ مانڈان

اکھ نفر چھُ ژوٚٹ کھیٚوان

ترٛیم نفرآہ تہِ چھُ

یُس نہٕ ژوٚٹ مانڈان چھُ نہٕ ژوٚٹ کھیٚوان چھُ

سُہ چھُ فقط ژوچہِ سٕتۍ گِندان

میون سوال چھُ

"یہِ ترٛیم نفر کُس چھُ؟"

میانہِ ملکٕچ پارلمینٹ چھ خاموش

(سُدامًا پانڈے دھومِل)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

# نظم

مَطلبہٕ چہ عبارژ سیٚد سبو دپکتھ

چھِ ساری پادشہس ڈکھ کرنہٕ درٕ امتی

تِمہٕ چھ ساری پنہٕ نیٚن پنہٕ نیٚن پھُٹجن ہندی

ترجمان

تِمہٕ چھِ وکیل، سائینسؠ دان چھِ

ووستاد چھ، لیڈر چھ، فلسفی چھِ

ادیب چھ، شاعر چھ، فن کار چھِ

یاں زِ

قو نوچ بولی بولن والیٚن

مُجرمن ہُنز مشترکہ ٹولہٕ چھُ

عوام کیاہ چھُ

اکھ لفظ..... فقط اکھ لفظ

مے پھو رپٹن آسن

قاضی ہلال دلنوی

وُنلہِ، ربہٕ تہٕ کاژَس

بنیو مُت

اکھ ارساتھا

یُس بیٚیٚن ہندِ وَنڈٕ کالہِ باپتھ

پننہٕ نٔین پھٔیکٔین پیٹھ

پیٚرٕ گٹھرِ پکہٕ ناوان چھُ

تہٕ مخاٰلِف جماٰژ منز

چھُ فقط تنظیم

(سُدراما پانڈے دُھومِل)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

# اخبار

پانَس پیٹھ اَر وَر واہراَ وتھ

خودکشی، نار ____

کرٗ یکہٕ ناد، سُوری گاٗمژ دلیل

ہیتھ چھس آمُت

مےٗ چھ خبر

نِندرِ چھلٕ متۍ صاف

وُنۍ وُنۍ بیدار گامتۍ

چاٗنۍ کاڈۍ

گرٕ ھن میانہٕ زہرٕ ستۍ

کرٕ ہنۍ سیاہ

یُتھ اوسُس نہٕ بہٕ

راتھ، یلہٕ اکھ گُل اوسُس

( کیلاش وانچوٗ )

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

مےٗ پھوٗر پٕنٕن آسُن

قاضی ہلال دلنوی

# پاپھٹہٕ پرم پرا

کتھ چھ یتھ کنٕز۔ اکھ دریاوٕچھ ییر وسان

تار کولُک

قبرِتہٕ کو چھ ہندِ گٹہٕ منز

تہٕ مےٚ چھ کلس پیٹھ پھشہٕ گٹھر

"مےٚ بچاؤ وِ" کرٕ یکھ کرنہٕ بز وٕنہ

آسہٕ مےٚ فقط او نگجے یوت وُچھمٕژ

دریاوٕ بُزی گرٕشھہ وٕنس بہٕ سٕژ

یتھ بالہٕ کھونہٕ منز چُھنہٕ تمہٕ کرٕ یکہٕ ہنُد

کانٕہہ تحریرٕ آہ

کتھ چھ یتھ کنٕز۔ یتھ جایہٕ میأنی پئری چھ

تتہٕ چھاتھرِ کیمیو حال حالےٕ گرہناوی متی

واو چھ ییتھے مُشتہٕ لایان

میأنس کمبرس

ییلہ بہٕ سندارنہٕ باپتھ
گُلی لَنجہٕ تھپھہ چھُس دوان
اتہٕ چھُم رلتہٕ کرٕیل اتھس منٛز یوان
کتھ چھ یتھہٕ کنی۔۔ میٲنین لرٕ کانٔین بوٚنہٕ کنہٕ
چھُا اکھ کھَے
تہٕ میون پان چھ وُشن روزان
پیٹھی کنی الوشد مشقہٕ بچہٕ پیٹھ
نہٕ کانٛہہ لفظاہ پرنہٕ یوان
تہٕ دریاوچھُ پکان روزان
تارکولُک

(کیلاش وانچُو)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

مےٚ پھوٚر پٔتن آسُن
قاضی ہلال دلنوی

# میون وُنُن چھُ

سأری چیز چھ ژھلیہٕ ہوٚل، اما
بہٕ چھُس ژمہٕ وُچھتھ ہیٚکان
بہٕ چھُس تہٕ بو زِتھ ہیٚکان
یہٕ بندوُٹھوا ندری وننہٕ آو
مےٚ برٚ وٕثہہ کنہٕ چھُنہٕ دوٕکھن ہنُد
تبُتھ کأثہہ بال
زِبو چھہ بو چھہٕ کرِنس انسانس
تتھ کُن نتھ
تراوَن سہٕ پأتھر گرِکس دروازس پیٚٹھ
نتہٕ گرٕشھہ
آرامہٕ سان پانہٕ کھیٚتھ چیٚتھ
تہٕ دوہی دوہس تھکِتھ ژھیٚنِتھ

نِنِدرترٛاون والین ہنٛز نِنٛد رِہنٛدٕ ین

دروازن پیٹھ خوفکۍ ہاپتھ یلہٕ ترٛاوِتھ

بہٕ چھُس پرٛتھ کینٛہہ وُچھان

دلہٕ دُبراین اندرتام وأتِتھ

پتہٕ چھُس تِتھ کنۍ ووکھناوان

زنہٕ تہٕ یہِ کینٛژھ ھاونان چھُس

تہِ چھُمنہٕ وُچھُمت تہٕ بوز مُتٕے

بلکہِ چھُس زنہٕ ژٕہتھ تہِ آمُت

تہٕ یہِ کوتاہ چھُ تُمہِ نشہِ بوٚن

یہِ صُبحٕ کِس اخبارس منٛز

کأنسہِ ہنٛزٕ تہِ أچھ وچھان چھَ

وُنہِ چھُس بہٕ فقط یتٕے ونان

زِیُس ہُہ نفر آسان چھُ

تمۍ سُند اتھہٕ چھُ چنٛدس منٛز شرٛاکہِ پیٹھ

سُہ یُس نظر وَژھلیہِ چھُ

مۍ پھوٚر رٕپُن آمُن

قاضی ہلاآل دلنوی

سُہ چھ جنگلس منز بندوق صاف کران
تہٕ یُس زانٛی کار بُتھ ہیتھ
نۆن چھ نیران
تُہۍ سونچِتو پانے
زِ سُہ کُس چھُ؟

(چندر کانت دیوتا لے)



# وق چھُنہٕ

ازکل چھُ

پلُولاگنہٕ

انسان منٛد چھتھ نیٚتھٕ نۆن گوٚھان

ازکل چھ

نالہٕ کڈن واجنۍ خودکُشی

بے غأرتی منز ہینہٕ یتھ

کٔڈرتہٕ کرٛ یتھ گامٕژ

منٛزاتھہٕ چہٕ رٕکھہٕ چھُ ویٚگلتھ

پھیٚرٕ پھیٚرٕ پشیان

یتھ موردٕ بتراٗ ژپیٚٹھ

تہٕ ٹاورٕ چہ گرٕ چھَ

مےٚ پھوٚ رٕنٛی آٗس قاضی ہلال دلنوی

شہرس گُن

تھَر پھِر ءمۄ

ووں چھُنہ وق بوزنَے یوان

وُنلہِ منز چھِ چھَرا

کێنہہ پُرٕ زِ نظرِ گژھان

(چندر کانت دیوتا لے)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

# کیٖنٛہہِیں چھُنہٕ سپدان

بہٕ آس زِٛیٖن ہنٛدیٖن مُولن ولنہٕ تتھ

پتھر لاینہٕ

میانہِ زیوِ ہندی لفظ آے

لفظو روٗس سڑکہِ چھکراونہٕ

میانٛین موچھن منٛز رٹتھ اِرادٕ

آے کارنہٕ آمتس تارکولس متھنہٕ

کیٖنٛہہیں سپدنہٕ

پانس پیٹھ عارینہٕ کسِ پٔنجرس منٛز

رَسہٕ کسِر گٔژھتھ زھرٕ ٹہٕ زھرٕ ٹھ کرٕوٗن سہہ

چھنہٕ کیٖنٛہیں ونان

مَرن وِزِ

رٔژیا ناکارٕ یاداوٕری؟

یموٗ ستیٖ چھنہٕ کیٖنٛہیں سپدان

(چندر کانت دیوتالے)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

مےٚ پھوٗرٕ ژُنِ آمُن قاضی ہلاؔل دلنوی

# میون بیان

کرٛ ہیٚوتہٕ دوزجو پنہٕ داوو منٛزٕ اُچھ ترٛوپرِتھ

چھ لُوکھ دُ چھان

کارنہٕ آمتِس فولادس، کانٛہہ شکل بننہٕ ورٲے

پتھرِس پیٚٹھ پیٚوان پیٚوان

لُوکو !

بہٕ چھُس تُہنٛزِ ہمدردی تھوکھ تھوکھ کران

تِکیازِ

مے کمزور کرنچہِ سارِیے سازشہِ چھ پیٚے معنہٕ

سیکہِ منٛز کلہٕ دٔوبرِتھ

جاناوارٕ سندی پاٹھی

کرٕ بہٕ

اسمان وسی پینٛگ وکانہٕ، نہ گرٛوشُنک

انتظار (سومترٕ موہن)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA



قاضی ہلال دلنوی

مے پھوٚر رِپٔن آئسن

# باوِرگی

زندگی اکھ تَتہٕ پھُہہ کرِ دُن صحراو

یمہٕ منٛزٕ پگٕ پگٕ

آنٛتھہٕ روٚستے بَستہٕ

کھورن کھٕژ

بدن وبگلیو

رُح دَزان رود

توتہٕ چھ باوِرگی منٛزٕ قدم

برٛ وٕنٛہہ کنٛ تُلان ۔

اندرئ وُ پان

تہٕ

پکان روزان أسی

(اسلم آزاد)

# وکانہٕ کیاہ گو

تتہِ کیاہ وکانہٕ چھ گومُت

مےٚ چھنہٕ خبرٕ ے

تتہِ کیاہ حال آسہِ بنیامُت

مےٚ نہٕ پیٚ

اڑِ دُ چھان رودسُ تتہِ وری وادٕ ویٹھ

اکھ رہتھ گومُت ، بے حِس ، روومُت ووداسی بُتھ

وٲران بیٚ نُور چشمن منز

خوف تہٕ دوکھ

سُہ گُبتھ ووگتہٕ اوس

ناوومیدی تہٕ تناوُک گُس گرٕنی کرٕ ون نو کتہٕ

زِ خود کشی منظور کرُن

باسیوو تمس زندٕ روز نہ تہٕ انسانی محبتہٕ کہِ پزٕ کھوتہٕ جان

قاضی ہلال دلنوی

مےٚ پھوٚرپٕن آسُن

تمس مأئس تمی گلہٕ ڈو پھ لأیمژ

یتھ تمی نالہٕ موٗت کوٗ رمُت اوس؟

اُخرسہ کوسہٕ " لڑآءے "آس یمہٕ نشہٕ دوٗر ہیوٗ نٔے

تمس کُن تہٕ بوٗن دہ پاے باسیوو

پننہٕ باپتھ، چانہٕ باپتھ تہٕ سارنٕے ہندِ باپتھ

مےٗ پرٕژھمس تہٕ لوٗگ چھچھہٕ کترِ کرنہٕ

ہکی لِکس

وَدان وَدان تُل تمی اتھہٕ تھوٗد

مےٗ وُچھ

خاموشی ہُنڈا کھ شیٗستر گولہٕ

تیزی سان سٔدرس منز وستھ گژھان

( ژرِ ندر موہن )

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

مےٗ پھوٗ ر پٹِن آسُن

قاضی ہلال دلنوی

# میون مَس تہٕ سرٕ یٖہہ

تیٚہِل گاشہِ زٕژِ
یمہِ ساتہٕ میأنس پأڑ مستس چھہ دِتھ
بێوایہِ اُسن ترٚوو
دوٗرتامتھ وأتتھ
آفتابکُ یہِ اُسن تہٕ اوس
تمس سوٗنٛد رِہُنٛد وُٹھہٕ کُجارأہ ہوٗ
ستوٗ رنٛگو کرٕ ونہٕ آمُت

(پروین شاکر)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

# نوٚأچھ تہٕ ہرِدخاب

ڈُ ہہ ونہٕ گجہ نکھہٕ

گولأبِ ریٚہہٕ ہندس دأیرس منٛز ژ‍ٔمتھ

ژےسیتیٚ کتھٕ کران کران

چھُم کُنہٕ کُنہٕ تبتھ ہو باسان

زنہٕ تہٕ لوٚ ہتِس درٚمن ژکلس پیٹھ

تمس نرِ تھپھ کرِتھ

ہوت مےٚ بیٚہہٕ ہند رِمنزِ اورٕیور نرٛشُن

(پروین شاکر)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

مےٚ پھوٚ رپٹِن آسُن   قاضی ہلال دلنوی

# آلو

مے چھٔنہٕ سأری سے وأنسہٕ
کُنہِ مندرس منٛز پوٚ دتہِ ترٛ وومُت
پوٚ زینہٕ پیٚٹھہٕ
چانہِ أہی منٛز
میون ناوَرل گو
چانٛین وُٹھٕن ہندِس ٹُلہٕ ترٛ اوس پیٚٹھ
چھ میانہِ دأ سی ہنزِ سفید تنہِ منٛزٕ
یَے گنٹایہٕ وزان روزان

(پروین شاکر)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA



قاضی ہلال دلنوی

مے پھوٚرپٕن آسُن

# ریٚژھ

تُہی چھِوے ونان گرُٛیا

اڈِ جانے گو

مےٚ گنِدن والئین سارِنے چھُس بہٕ

فقط اکھ گرُٛیا باسان

یہٕ نالٕی ترٛ اُوٗیوم، تہٕ چھُم شوٗبان

مےٚ ماچھُ کانٛہہ رنٛگاہ

کانٛسہِ تہٕ شُرِس اتھِ دِی توم

مےٚ چھا کانٛسہِ ستیٚ جنگہٕ جنگ کرٕنیٚ

یمہٕ میانہِ زِپہٕ کرٕونہٕ اُچھ

اڈِ ییلہِ ییٚژھوتہٕ اُچھ گاش نی توم

اتھٕ ستیٚ ژیٚل دِتھ۔ کتھٕ کرٕناوٕیوٗم

مےٚ پھوٚر پئن آسُن

قاضی ہلال دلنوی

سُمہِ سیٚدِ سنٛو د سینٛدٕ ر  اَ گیوٗ م

لول برٛ یوٗ م چشمن منٛز تھاَ ویوٗ م

پتہٕ ادٕ پٕتی یتھِ

ہُتھ کُن دی توم داَ رِتھ

تُہی چھوِ مے ونان گرٛیا

پرٛی ونان چھو

(پروین شاکر)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

# تصویر

بێین ہنٛدیو اتھو بناوی متِس

میأنِس تصویرس منٛز

روٗدُکھ ژٕمے ژھاران۔

شاُنسہِ ہوٚتےٗ

یٚیلہِ زنہٕ بہٕ

ژے بڑ ونٕہہ کنہِ تِتھےٚ کنٛز اِستادٕ اوٗسس

یِتھہٕ کنٛز امہِ بڑ نٕہہ ہٚبرِ ونٕہہ

اکس أدرٕ کھٔل حالتس منٛز

ژٕ روٗدُکھ تھلہِ تھلہِ وُچھان

تصویر

تہٕ شانٛس روزٕ ے کھسان

یہٕ اوس چانہِ سیٹھاہ بڑِ وہمک دٔسلابہٕ

ژٕ ہیٚکھ نہٕ اِنکار کرِتھ زِ

سأری دوستانہٕ رِشتہٕ ژٹہٕ وٕنی

اکھ ژھاے

روزے پتہٕ لاران
یوسہٕ اکھ شُر کھ اکھ گنڈ ترٲوِتھ
چاٮ۪نس دِلس منز روز
ژ روٗد کھ مے ہاے مَلان
تصویر روٗد کھ نفرتس لایق بناوان
تہٕ اکس وٲراگ برٮ۪تس ژِہس منز
وٲتِتھ شُر اکھ
اتھ تصویرَس
تصویرَ تہٕ ٔسری وچھتھ
ہیۆو تھ ژے ژرِپۆپ کرُن
اتھی منز گئے چانی اتھٕ وایان وایان تُلہٕ کٔتر لگِتھ
ژے ڈوٗلے بُتھس رنگ

میانہِ تصویرِ نیٚبر
وُچھتھس بہٕ اسہٕ وِنہِ آیہ وُٹھ گُمہٕ ناوان۔ (نرِشید رموہن)

# بخیل

ہٹر ہٹر

بۍ اَسس گامی گامس ہٹر ہٹر پھیر تھ پچھان

ژ اوسکھ پننہِ سونہاری بگہِ منز تمی ساتۍ اوریکان

مۍ وو تلیا وأ چھن منزا کھ نیرل خاباہ

چون یہ پأراو کوتاہ ماری موشد باسیام

اندری أسس سونچان امایہ گژھ گستام راز آسُن

ازدُج میأنی زیٹھم زیٹھ راتھ اکہِ موخصر ژہکی پأٹھی

مۍ پنیہِ نۍ ازبر بر پھیرُ ن

ژ آسکھ وتہِ وتہِ

بگہِ منز بیہتھ دوژھو دوژھو دیار چھکراوان

بہ روزۍ موچھو موچھو سونمران تۍ اکھ اثمر کرۍ جمع

مۍ وُچھ بگۍ گیہ مۍ بڑ وٹھہ کنہِ روزِتھ

ژۍ وُتھکھ بگہِ منزۍ اسۍ ونہِ ہونجہ گرکتھم نظراہ

چائس بُتھِس کُن وُچھتھ موشُم سوزۍ دوکھ تۍ تھکُن



مۍ پھو رپُن آسُن

قاضی ہلال دلنوی

امہِ ساتہٕ کمہِ چیزٕ باپتھ ہنگہٕ منگہٕ

"مے دِتہٕ کیٛنژھا" وَنتھ پلہٕ نوٗتھ مے کُن اتھٕ

راژ ! افسوس یہ کٔرٕتھ کتھاہ زِ "مے دِتہٕ کیٛنژھا"

یہ بوزِتھ ترٛ ووٗم کلہٕ رٔژھ کھٔنجہِ یوٚن کُن

ژے کمہِ چیزٕ چ وبۄکھے چھےٚ زِ بیچھہِ ونہِ چھکھ اتھٕ داران

مے چُھکھ مذاق کران، کِنہ ٹاٗنہٕ چھٔہم ژٹان؟

پنہِ جولہِ منزٕ دِژمَے اکھ پھَل پھَلی ہنا

ییلہِ یہ بیچھہ بانہٕ گرِ پھرِتھ ترٛ ووٗم۔ پوٚز یہ کیٛاہ ؟

بیچھتھ لنہِ متہِ پھلہٕ منزٕ درٛ ام اکھ لوکُٹ موکُٹ سونہٕ پھوٚل

بیچھہِ راژس یہ دبٔمت اوسم تہِ لوٚبُم سون بنتھ

وۄں چھُس بتھہِ بتھہِ دوان زِ

مے کیاز دِژیاو ونہٕ پٔنن یہ سورُے بیچھہِ پھل

( ٹیگور )

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

# دُوریٚر

یٚیلہِ ژٕیتہِ ۔ دزٛ الیوکھ
سُہ اوس منٛدبٚن وَق
افتاب اوس سبے منٛز آ کاشس
سخ تاپہٕ ژنٛڈ اُس
گرٕک کارمو کہٕ لاوِتھ
اُسس بہٕ گرِ گُنٛز زٕنی
فکرٕ ورٕ ؤستے
دارِ پیٹھ بیہِتھ

یمہِ ساتہٕ ژٕ دزٛ الیوکھ
منٛدبٚن وَق اوس
اُتھی ژٕ تھٚرِ واپھس منٛز آسہِ دَ جوڈ وریٚو منٛزٕ
بون بون خوشبوے ییتھ
وُشنہِ وُشنہِ واوِ گرٛ لیہِ یوان

مےٚ مھوٚ رپٕٹن آسُن
قاضی ہلال دلنوی

یلےٚ درواز٘ گنٛز

ز٘یاغٕ کوترٕ اٚسی

دوٗ ہٕ دوہس

تھکہٕ روٗس بول بوش کران

یٚمبرٕ اوس اور یور گتھہ دِوان

تہٕ گٕس گٕس کران گٕس گٕس

سونٛتھٕ واپھ کیٚو کھیتو منٛز٘

قسماقسم شیٚچھہ انان

وتہٕ اوسنہٕ امہِ وِزِ کانہہ آدمہٕ پکان،

گاٮ۪ گام اوس تھٕکِتھ ژھیٚنتھ پیوٚمت

نٛرگلین ہنٛزٕ شیٛ کرٕ وِنٛ

آواز اٚس برابر یوان

یہٕ اٚسس گُن پان یٚنتھ

کمہِ تام دٗورانٛدٕ اٚس نیٚہ ہنٛزٕ لے

کستام سُند ناد فضہس منٛزٕ ووتلاوان

امہِ ساتہٕ اوسنہٕ وتہِ منز کانٛہہ اکھاہ
گاٹمی گام اوس ژھٕینتھ پیومُت
پرٛتھ گرٕ اوس برٛترٛ وٕپرِتھ
بہٕ آٗسس ہُشارٕ ے
میانٛین زُلفن آٗس واوٕ سیتؠ گرٛ اے لگان
ژٕہتھ واوٕ رِنگوٗ آٗس نہٕ
درٕیاوٕکس دٕہس پیٹھ گُلٕ گنٛزٕ کہِ شیہلہِ تلٕو
دریاوٕکس آبس گرٛ اے تہِ لگان
سفیداو برٛیٹکیوٗ بوٗرٕت وُہہ وُن نَب اوس
ژٕہتھ ہوٗ گومُت
سارٕی گرٕ برٛترٛ وٕپرِتھ
بہٕ آٗسس ہُشارٕ ے
ییلہِ ژٕ درٛ ٲیوکھ
مشہٕ ہٕن ووق اوس

مٔے پھوٗر پٔنن اُسُن
شافی بلال آں ونتوٗنی

نارِ تاوژھٹۍ وُ نۍ وتھۍ تہٕ ماٗدانٕس تاپہٕ ژنڈ ووتھان

ہُرمجہِ لنجہِ پیٹھ

گنِس شِہجارس

اٗس کوتر جوریٲہ

تھکہٕ روٗس بول بوش کران

دارِ پیٹھ اٗسس بہ گنٛزٲنۍ

بیڈ روٗم اوس ژھورُ ے اٗچھ پھری پھری کستام ژھاران

ییٚلہِ ژٕ درٛ ایوکھ

سُہ اوس مند بٔن وق

(ٹیگور)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

# انتظار

بہٕ گوٚ ژھُس نہٕ مُرن بہٕ چھُس یتھ خوشہٕ وِنس سمسارس منز

انسانن سیتیٖ زِندٕ روزُن یژھان

مشکہٕ بٔرتسِ تہٕ برجستہٕ پھولی متِس پوشہِ باغس منز

یمہِ بتر اُژھنڈ ین ہمیشہٕ بہار پوشن ہُند پھولُن تہٕ بر گرژھُن

انسانہٕ سندی دوکھ سوکھ پنہٕ نیٚن نغمن ہندسِ پنِس مالہٕ کرِتھ

اکھ لافأنی دنیأہ رژھرِتھ تھاوُن یژھان

امائد وٕے تہِ ہیکہٕ نہٕ کرِتھ

پتیس کالس زندٕ چھُس

توٚہی لوٗگن لرِ لوٚر روزِتھ بنہٕ ہاہ تہٕ "تُہی"

تُہی روزِ یو وراتس دوہس میأنی یمہٕ بأتھ گیوٚ ان

تہٕ تمن ہندی پوش سوٗنبراوان

بہ روزٕ نغمن ہندی پوش سگہٕ وان

یمہٕ گُل کری تو اسان اسان قبول ۔۔۔۔ واہی پتہٕ؟

ہرگاہ یمہٕ ژٔمن تہٕ ژوٚ مٹھن ۔ دیوٗ دوٗر دأرتھ (ٹیگور)



مےٚ مکھوٚ ریٚن اُسن

قاضی ہلال دلنوی

# ہانژھ

ژِکیازِ چھکُھ برٛبُگہ آمُت

ہے گوٚبریا

کانسہِ وۄنیا کیٛشہہ

مے ون پۄز پۄز

ژے ماچھے لیکھان لیکھان اتھن تہٕ بُتھِس

مِیل لارے مژ

اوٚ رے چھے کمی تام پھُوتی ژٕجو

ہَے ہَے یہ کیاہ کوٚر ییمو

پھل ژٔنڈ رہش زدُن زنہ ملہِ پانس کوٗل

اَدِتھ گُس ہیکہِ گیشام وٕتھ

ہتا گوبرٕ! چا نٔین وٕشفن کیاہ زِ سأری سنان

مے پھوٚر پٔمن آمُن — قاضی ہلال دلنوی

بہ چھس ژیتران

لوکہ چھہ پرتھ چیزس کتھ کڈان

کِنڈ تھ دزٕ و کتھ چھکھ

پلوٗن دونٔژہ دتھ آمُت

اوٗے چھیا شِکس کتھ ونان

ہے ہے یہ شوبیا

دونٔژہ لگہِ متہٕ اوٚبرٕ منزٕ چھنا گاش پھولان

اِتھ ونہٕ وا بدٔرد؟

ژٕے کُس کیاہ وٕنی

متہٕ تھاوتہٕ یمن کتھن گن

ژٕے چھے نا مٔتھاے ٹاٹھ

اِتوٚے چھیا گرِ کیٛو پرِ

مے پھوٚر پٕچھن آمُت قاضی ہلال دلنوی

بۄ چھہٕ تھٲپِل وٕنی وٕنی ریٚشہٕ تُلان
ہے ہے کیاہ گوٚیمن

اِو

یمہٕ لوٗ کھوٚڑے مالے چھِی بران
تمہٕ تہٕ چھہٕ لوٗ کھےٚ

(ٹیگور)

# راون تیٚول

میٲنۍ کاٚنسہٕ گٹ کوٗر

یوسہٕ پنہٕ نیٚن رِگندن باجن ہُند آلوٚ بوزِتھ

ہیٚرِ ہیٚرِ وسان اُس

انہِ گٹہِ کھوڑی کھوڑی تہٕ اتھہٕ شأرۍ شأرۍ

اتھس کیٚتھ ژونگ ہیٚتھ

لوٚنچہِ تل ژھایہ ہوٚل رٹِتھ

یہ اُوس ہردِ کالکٕ نپہٕ نپہٕ کرٕوٗن تارک نَب

ہنگہٕ منگہٕ بوزٕم کورِ ہندِ وَدٕنچ کریکھ

تہٕ گوس لاراں لاران

ہیرِ پاونٕو وُتھُس دَوان دَوان

تمِس اوس واوِ رِنگہِ سِتۍ ژونگ ژھیٚومُت

مے پرٕژھُمس ’’ بامی کیاہ دلیل چھ؟‘‘

سو چھم بونے ونان ’’ بابا! بہ ہا چھُس رأوِمُت ‘‘

مے پھوٚر پٔتُن آسُن

قاضی ہلال دلنوی

ہردُن نۆن تارَکھ نَب
واپس ہیۆر کھٕسِتھ
نَبس کُن وُچھتھ باسیاَم
عاَن تہٕ غاَن میانہِ بامیٕہش کوستام کورِہنا
نیِلس نَبس پٮ۪ٹھ دۄلۆلِتھ
ژونگ ژھایہ ہول تھاوِتھ
لۆت لۆت پکان
ہرگاہ ژونگ ژھیوِٕہا
ہرگاہ سو ہنگہٕ منگہٕ رٕہتھ گژِھہا
سو ژۄمہٕ راوِہانَب
پانس منز
تہٕ ودَن باکھ ژلہِ ہَس نیرِتھ
"بباَبہٕ ہاچھس راَومٕژ"

(ٹیگور)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

مےٚ پھۆر پٮ۪ٹھ آوُن — قاضی ہلاآل دلنوی

# اکھ سوال

دیہِ ژے سوزِتھ وِزِوِزِ یتھ بُتراتھ پیٹھ پنٕنؠ شیچھ وألی

یہ وننہٕ زِ" سرِ نےٚ کرِو معاف" "پرٕ تھ کأنسہٕ ورٕ تأوِ ولول"

"أندرِمہٕ مۄ کری ہنٛد ویہہ دِیو نیبر دأرتھ"

تمہٕ چھ تھدِ پایہِ آسان توتہٕ کڈٕ نے تمہٕ نیبرِ مہٕ یِر پیٹھے

یمن وأنا کھ دوہ ہن منٛز پۆت کھورِ واپس، نیبری ژمہٕ سلامتاہ کرِتھ

مے دُچھ نبے شونکٕی تشدُدن اکس پرژھینس کرتل وأے مۄ

مے دُچھ اکس زوروار سنٛدِس پُروننہٕ نہ ینہٕ وأرلس

جُرمس برونہہ کنہٕ انصافچ آواز دم پھُٹِتہٕ پھرٕ ٹہ ہۄ

مے گوا کھ جولناہ باورِ سندی پأٹھی ژلان لاران تہٕ چھورِ چھورِ کران نظرِ

سہٕ گودو کھہٕ لدہوٗتہٕ نِلہٕ پلس کلہٕ ٹھأستھ دتُن جانِ عزیز

مے چھُ ہۄٹ لۆگمُت تہٕ میانہٕ نیہٕ ہنزلے چھ بیگریمٕ

سیاہ چھس منٛز قأد

میون سمسار ولنأ کھ خابس تل دۆبر نہٕ آمُت

مے پھۆرپتُن آسُن قاضی ہلال دلنوی

اَوٕے چھُسے بارٕ بکٕہ تہٕ تھ پرٕ ژھان

یمہٕ لُو کھواو وپہناوان تہٕ چون نور ژھۆ راوان چھ

تِمن چھُیا ژے معاف کۆرمُت، تِمن تہِ چھکھاژ لول آیتن تھاوان

(ٹیگور)



# ژھاۂنڈو

آبہٕ لُہرن ہندیٚن آنٹھہٕ رۄس دأیرن

ہُند مرکز

گُنیٔ سُہ نوقطہٕ

یتھنہٕ کنٔہہٕ واتھ دأیرن ستۍ

اماپۄ دأیرن منٛزا کھا

بہٕ چھس یمن دأیرن اندر ہیٚنہٕ آمُت

سُہ نوقطہٕ

بس نیستی تہٕ ہستی ہُندا کھ محوٗر

(نیستی تہٕ ہستی دۄشوٕنی منز باگ)

یُسنہٕ کینٛہہ تہٕ یُسنہٕ کُنہٕ کُنۍ

سُہ آنٹھہٕ رۄستےٚ تہٕ تھۄ دیٚیٹھاہ تھۄد

دِوان ژھاۂنڈوٚ مےٚ گوم سمیاہ

(علی عبّاس امیّد)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

مےٚ پھۄر ہیٚن آمُت قاضی ہلال دلنوی

# اکھ نظم

یمہِ گُٹھچ دودریمۍ دأر

گُنہِ گُنہِ مۄرنہِ یوان

ہورتامتھ

کاڈکڈِتھ زیچھوسرٕکوپیٹھہِ

یٚیلہِ قدَمن ہنٛز آواز یوان

(شاؔہد عزیز)

## سوال

ییٚلہِ تہِ پٮ۪ٹھٕن گرٕ واتان چھُس
اٰنس پیٚنس چھُس کھوژان
بیٚیہ ماپُرٛ ژھٕیم
زِ
گُس باچھُکھ؟

(شاہدؔ عزیز)

AAAAAAAAAAAAAAAA

# أندرِم عذاب

پنہٕ نِس گُٹھی ژونگرِس منز
ہۆپ دۆپ کرِتھ
کتاب اتھہٕ رٹتھ سنہٕ ہااتھی
اما، سنہٕ ہلنہٕ زاثہہ
سونتس گٔبتھ رنگ رٕپھ
چھُ ازکل
یتھ واپھس کمہٕ رٔنہٕ وٕنی پوش چھِ
پھۆلی متی
جاناواریمن سبزٕ اسبزٕ ساتن منز
سبزٕ اسبزٕ گُلین پیٹھ

ِکتھی زنہٕ نغمہٕ گیٚوان نیبرٕ ئنز
پھرٚ ٹہٕ لدٕ ہُو چھُس
گرِ ہے نیرٕ تہٕ
سَرِ وے برٚ وٕنہہ
یُس کانٕہہ بُتھ پیٚیہ
بدلےٕ آیہٕ سوال بٕتھ استادٕ سٕہ آسیٚم
رٕتھےٕ رتھ، پرٚتھ انٕڈ رتھ
یوسہٕ شےٕ نظرِ گژھیٚم سو ے رتہٕ سٔرٕی
امہِ ئُنز باسان جانےٕ گونا
یمہِ گُٹھی ژونگرِ منز تیٚنہٕ نیٛرن
کتاب اتھس کیٚتھ راوٕن اُتھی منز

(کوثر داؤد نگری)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

مےٚ ہمۆ رٕیٚن آسُن

قاضی ہلال دلنوی

# رُبایہ

رٹن چھیہِ مُعرفتہٕ کُیے پاؔز زالَس
مہٕ کر پڑھ فلَسفس شکَ چھُنہٕ یہ کاسن
عمل پَیہم یقینس کاٗم ۂتھ پکھ
کُنۓ ژھارُن کِنُس سٹن کُنۓ بَن

دِلس چھُے خوف مرنکُ لرزٕ پاوان
بُتھِس لیٚدریر چھُے موتکُ ژے پھیران
تگی ہےَ زانٛہہ خوٚدی ہے زِندٕ سپدی
وُچھکھ پانَے زِ چھُنہٕ اِد موت ماران

وو پرنا چھکھ دِلا امیون مازَنم چھُکھ
سوٚ دُر چھُکھ، ناو چھکھ، بوٚ ٹھ، کھورہَم چھُکھ
ژشبنمی قطرِ نتہٕ چھکھ عاٮ۪ن رحمت
نتہٕ میاٚنین اورِ زوٮ۪ن جام جَم چھُکھ



قاضی ہلال دلنوی
مٔے پھوٚ رپُٹن آسن

فقط مسجد تہٕ بیٛہ مندر سجاوان
ژٕ چھکھ میژٕ اٚڈرِتھ یمہٕ لرِ بناوان
دِلےٚ پچھے یارٕ سُندٕ مسکن دِلس سَن
عشق سرٕ کردِنچ حاٚصل گژھی زان

ژٕلانہٕ چہ بٕرٕیڈِ ترٛ اوان چھُکھ زنگن گتھ
نبَس تل پُتھرِ پیٹھ پرٛتھ لنٛدِ وتھےٚ وَتھ
بیٛہان نےٚ پچھے تہٕ تھوٛد وٕ وتھ سرٕ ژرے سپدی
قدم تُل برٛ وٕنہ تہٕ وُچھ زانہہ ماگژھکھ پتھ

دلس میاٚنس بخشُمت گاہ چھ عشقَن
اٚمی عشقن بصارت دِژمۓ چشمن
پزٕ رتسی زندگی ہُند ژھلیہِ روزان
یمس پرٛژھ آیہ ہنہ وہمن گُمانن

مےٚ پھوٛر پٔژن آسُن
قاضی ہلال دلنوی

سَحر وقتن ووُنم تمی جانوارَن
گیوٗان یُس پوشہِ لنٛجہِ پیٹھ اوس باتھاہ
وَچھس منز چھُے یہِ کینٛژھاہ کڈنیر کُن
سرُ ودٲہ، نالہِ زاری، ووش تہٕ ودُناہ

اگر بوزکھ یہِ کتھ تھاٲمژٕ چھتھ چھم
ژے رَنش کرِ فاش ہرگاہ گن مے تھوٕہم
خوٗدی راوی سُہ چھُے مرگِ الَم ناک
خوٗدی رٔژھرَ کھ تہٕ مرُن چھُے نہٕ کانٛہہ غم

سَحر وق باغوانس ووٗتھ یہِ بُلبُل
بوٗ ان غمہِ روٗس نہٕ کینٛہہ یَتھ وارِ بلکُل
کنڈِس وٲنساہ لیکھتھ صد بلی تہِ زیادٕ
چھُ پوشان بس فقط کینٛژن دوہَن گُل (علامہ اقبالؒ)

# دَگ دٕلیچ

ہے رفیقو مہربانَو دوستو

تلہٕ سہٕ لِلّٰہ کاٗنسہِ جراحس ؤنِو

میون اتھٕ ؤلی ؤلی سُہ ژٕٹہِ ہے ننتہٕ چھُ بےَ

کنبرُک وٕہہ سأرئ سےٕ بدٔنس اندر

پھیر سو کھٕ موکھٕ کُنہِ دہن تھاویم نہٕ پےَ

مرض تُبتھ وو تلٕیم علاجٕ یتھ نہٕ کانٛہہ

حرجہِ کیاہ گوگوَتہٕ گوٗھی تن اتھٕ الگ

لوکھ ازٕبک تامتھ یہِ کینژٕ ھأمی اتھن

شُفہٕ تہِ زن ازتام کیاہ ہُو کاٗنسہِ ووت

گیہِ فقط کا کدٕ پھٹج بڑٕ بڑٕ تیار

اکھ بیہ معنے دأستاناہ، دأستان

غم گُسار وجَل طبیاہ کانٛہہ أنیون

ترٛاوِیمہٕ کھور میأنی کھور کیتر تھہور کُن

کنبرُک نتہٕ زہر بدنس ساٗری سے

بس دوہن کینژون اندر پھیریم کوپاٹھ

راوِ کیاہ ہرگاہ کھورٕ ے تراوَ کھڑٕ تھ

یمہٕ چھ اَز تامتھ تھکتھ پکی پکی پیٚمتی

مانٹھٕ روس تمہٕ وٕ ے وَتو منزی دورِی دورِی

یتہٕ پدبن ہندی آکھ کُنہہ چھکرِ تھ تہٕ بس

نتہٕ چھُ وتہٕ ہنٛد گوٚ ٹتہٕ گوٚن گردِ غبار

ملےٚ وُڈان بَس آسماں تا آسماں

ستی باجو ! رائے جراحس دِیو

ترٛاوِ کترتھ میاٗنی زبو جَل ہور گُن

کنبرُک وَبہہ چھم مے باسان ولتہٕ ما

پرٛتھ اَکس تانس تہٕ سپدیم لا علاج

زبو اگر ژھینہٕ راوِ کیاہ بلکل نہٕ کُنہہ

بولنُک یُس بزم مے چھم سوٗرٕ ے مشَم



قاضی ہلالؔ دلنوی

لحنِ داؤ دی خلاہَس منزٕ تہٕ شرٛ وپ
کوہِ طوٗرس پیٹھ سپُن موسےٰؑ بیہوٛش
سِد رٕ دِژ جاناورَن اِلہامی کرٛ یکھ
میانہِ زبو ہنٛدُ وُنہِ تہِ پوٚت آلوَ ھِیوان
اکھ پرٛ بڈٕ حل ہُو چیستا ناہ چیستان

مُحسنَو ! تلہٕ با طبیبس کانہہ ؤزِنو
ترٛ اوِ گوٗرتھ میانہِ یمہٕ اَچھ ہور گُن
نتہٕ زہر پھٕلہیٛم مےٗ نوسوٗرُک افوَ
یُس فقط کیٛہ تام دوٚہ مأرِتھ نیمَ
میون اچھ گاشےٕ بے مقصد تے فضول
ییلہِ نہٕ زانہہ گاشاہ دِلکُ حأصل سپُد

مےٗ پھوٚرپئن آسُن
قاضی ہلال دلنوی

دُور بِنیو منزِ پنیٚ کنِٛ حِض وُچھوم

خورِ دِینِن تام اُچھ لاچیم نا

توتہِ رودُم ژھایہِ ہول پز رُک سہ نُور

ژھایہِ ہول اکھ لامکاناہ ، لامکان

سِیرِ باجو اِپوٚ زیہِ جراحس وٚنو

پتہِ سأیتھ دلہِ کِس ٹِنٛس دأدِس سنیم

ویہہ نسأ چھنہِ کینسرُک اتھ منزٕ وٚنیوُس

اتھ اندرِ چھُنہِ رژھ تہِ سکراتکُ اثر

اتھ اندر چھُم زندگی ہنٛد ٹوٹھ خون

باس دُتنٛم آسنکُ بس اُمی دوہے

اتھ اندر زوتان چھُم وُنہِ ژأنگِ ریٛہہ

کأیناتُک رأچھی در بس

برٚ وٚنتھ کنہِ چھُم

تارکن ہُنٛد کہکشاناہ کہکشان ۔

(ظفرؔ حمیدی)

# آبہ بُرُ

زندگی ہندس بیٚہ ووشت سٕدرس منٛز

میون یہ موصوم رُح بدنہٕ رکس زالس بٔند

تھووکھا بند کنہٕ پاٛنی پانے پھسیو و

زنہٕ تہٕ سٕد رٕ و چھس پیٚٹھ ژھوپہٕ دم کرِتھ

کلہٕ تھود ژٕلتھ آبہ برُ اٗہ اکھ

وقتہٕ لتہٕ گتہٕ کہِ جبرٕ نشہٕ بیٚے خبر

بیے گاش لٔہرن ہندی چھو کھژاٗرتھ

پنہٕ نیبے لوکٕٹس دیٚہس منٛز رووُمت

پنہٕ نیبے ذاتہٕ چہ سیٚحرٕ کاٗری منز غاٗب

سٕدر کِ ژھل زنہٕ نہٕ ژیتر انےٕ

(ظفر حمیدی)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

مے پھوٚ رپُن اسُن

قاضی ہلال دلنوی

# طوفانِ نوحؑ

پوشہِ برگن ہنزا اکھ موٹھاہ
تُجم تہٕ لٲیم آبہٕ تلاوَس

تارکھ نب ہُبوگو یتہٕ پیٹھ ہورتام نوٚن
پتہ اوٚنم پوشہِ برگ ہُہوٚے کاکُد
تہٕ بناوَس لوٕکٹ ناوِ ہنا

مُومُک اکھ ناخدا (خدا یہ سِند نشہِ ہنا لوکُٹ پہَن)
تھووم اتھ منز
اَمی نِیہِ میأنی ناو
پانس ستی ہوٚرتام
تمن پوشہِ برٕگن تام
تمِنے تارکن تام نا؟

قاضی ہلالؔ دلنوی



مے پھوٚرپُن آسُن

واتہِ ناؤن مشک ژھٹہِ وٕنین تہٕ ژُوتہٕ وٕنین ژُوین تام

وتہِ روز پرٚتھ کانسہِ نشِ ہنا ٹھہراو کران

باسان اوس یمن سارِنے ہتہٕ اَسس کیاہ تام پٲری زان ہشِ

اَتھی منزٕ تہٕ ووٚتھ پوٗری کنٛز سخ واو

تہٕ ناوِ پھِیر آبہٕ ہیرکی پٲٹھی ژوٚک ہوٚرگن

تار دِنہ وٲلی ہاٚنزن دُبت سوٗرے اختیار آبہٕ ملرَن

ووٗں چھُ میون لوکُٹ موکُٹ دنیا۔ خدالیس ورأیِ۔

(شأعر۔ نامولُوم۔)

AAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAAA

مے پھوٗر ہٹن آسُن

قاضی ہلال دلنوی

# ژھاے

میٚژ ڈیرس تَل دوٚ برنہٕ آمُت
وُنہِ چھس سوٚنچان
سوٚ ژھاے گٔیم کوٚت
یمہِ چہ اونگجہِ تھسھ گٔرتھ
یتھ کمرس منٛز ژایوس

(عِوض سعید)

# ہناسوٗنچھِ

ہنَاسوٗنچھِ ، بُتر آئژ پیٚٹھ دوہ دُش
اِنسانہٕ ہِشد ہو اتھوکرورٕ وادزُوٕ ذآئژمَران
اِدانسان ، یہ ظاٗلم حیوان ، شَہہ تیٚنہٕ ترٚ اوان
کانٛژھ ہا سوٗنچھِ ، مران یوٚ داگُے انسان تہٕ
یہِ انسان کوٗت وولان تہٕ بارَو دِوان

(کرٛشن موہن)

# راتھ

راتھ چھ راتھے

کوتاہ صُبحہِ بنارسکی اَلقاب دِیُوس

لَچھ لَچھ شامِ اَودِھکی ناوتھوِیُوس

توتہِ چھُ یہوے پزر

راتھ چھ شہر سرحدِ روُستے

رأژ ہندس مأری منزرَس

اَتھانہِ گژھس نہ حدِ ے

راتھ اخبار چھوَ

راتھ دیوار چھوَ

راتھ جسمُس تہ حُسنس خریدار چھوَ

راتھ کینہہ اُسی تن کرٛھ تہ کیاہ اُسی تن

قدر تیٚج سأشتھ

قاضی ہلال دلنوی

مےٚ پھوٚ ریٚژن آسُن

یہ مولہٕ وٕنی سیٹھا

راتھ راتھےٕ ہَبا

راتھ راتھےٕ ہَبا

(ساحرؔ داوٗ دنگری)

•••••••••••••••••

# طوفانہٕ پتہٕ

ژٔری سےٖ اوٚ برس گیہٕ چھلہٕ چھانگرٕ

نتہٕ آسی رُدٕ پھبری زنتہٕ شرٚ وکیاٚ متےٚ

ییلہِ تمہٕ پتھرس کُن درٚ اے نٔزی نٔزی

پتہٕ پپےٚ تتھہٕ کنٕز

عرشہِ یکس فرشش

تتہٕ گوپرٚ تھانٕدِ آپےٚ آب

اوبرٕ کہِ گرٚ تچھرٕ

کھوژِتھ سکھ ییلہِ نظراہ ترأوم

نَبہٕ یکس بوٚنمس سوٚ تھرِس سرٚ یہہ تیٚنہٕ گوٚمت

(حمید الماس)

# خوشبوے چھہ ژھوکان

سمکھیم
ووني ہے کُنہِ ہنگہِ منگہِ

تِمہٕ شرٛ وني شرٛ وني کرٕوني مُشکاول

یادن ہندی ژھایہِ گتر

تمہٕ پھولہٕ وني پوشہِ انبر

تِمہٕ اکھا ارکس چھہٕ وٕنہِ مُشکہٕ رِنگہٕ

زنہٕ تہٕ چھلہٕ چھانگرِ گوٗہان

ووني کیاہ روزٕ ے لتہِ

فقط

سوٗ بے ناوپرٛ زنتھ

یوٗسہٕ

اسہِ

دٕوشوٕني منز

ہنہِ ہنہِ غائب تہٕ خاب چھہٕ گوٗہان

(نا مولوم)

مے پھوٚر پٔژن آسُن    قاضی ہلال دلنوی

# میانہِ بێیہ کِتابہٕ

۱۳) کانٹے اور پھول (برائے ایس۔آر۔سی کشمیر یونیورسٹی۔اردو)

۱۴) دِیے سے دِیا جلے (برائے ایس۔آر۔سی کشمیر یونیورسٹی۔اردو)

۱۵) ژینہٕ دن (ترجمہ۔پندنامہ۔فارسی)

۱۶) مےٚ پھوٚرِپٕژن اٚسُن (جدید نظمن ہنٛد ترجمہٕ)

۱۷) دیارِ نبیؐ (مختصر تاریخ مدینہ)

۱۸) [illegible]

## تصانیف قاضی منظور دلنوی

۱) وأرِ دات (کاشُر مجموعۂ شعر)

۲) زہراب (کاشُر مجموعۂ شعر)

۳) انتخاب (کاشُر مجموعۂ شعر)

قاضی منظور پبلی کیشنز دلنہ بارہ مولہ کشمیر۔193101

